# رباعیات

حصہ دوم

Acc. No. 102624

مرزا عارف

سنہ ۱۹۵۴

بہ اہتمام حضرت عبدالقادر کبروی۔ جنرل منیجر کشمیر بزم ادب۔ لال چوک۔ سرینگر
مطبوعہ:۔ کشمیر مرکنٹائل پریس۔ سرینگر
پہلا ایڈیشن۔ ۱۵۰۰

اگر ژٕہ تہٕ بندگی دوہ پۆنژہٕ کرٕہَک
اگر ژٕہ تہٕ زندگی ہُند نار ہِترٕہَک
ژٕہ چھُوک بینا مگر ژٕولُت سِتم ما
یقین چھُوم عالمئ نُو پیدہ کرٕہَک!

غریبن مال دِیت زر دِیُت تہٕ سر دِیُت
کمیوُن راج یہنزِن لیڈرَن کیوُت
تہٕمن شاہی۔ امِس تلقین صبرُک
یہی روزان دوہے قربانین کیوُت

علم یلہٕ کھار اَمنن بھائی چارن
پتِن ترِاو براٹ شیطانَن بیچارن
ژٕٹِت دراے پردہ۔ سائنسدان نوہَس
ڈٕکھس اَمِس پھِی ژٕہ ہمت کیازِ ہارَن

چانہٕ مرضی پیٹھ پکاں گوٚ رمیون کار

میانہٕ خواہشہ روزہ باقی بے شُمار

بڈ منّت چھُم حشرتن تھوٗزیم حساب

یُتھنہ بُتھہٕ لاگیے گرٕ ھیم روزٕ شُمار !

زہرکھیت زندگی ہنز آتش بیکار

اَنِیو پیٹ آفتابک گاشس بیکار

سلیمان، ڈیشتمک یَس رٕیہ نہ شوقی

تمس رٕنیہ رکیوٗت پکھن ہُند واشن بیکار

صدف سنہ رٕش تنتی آسان گوب کمٕن

ژندن ہٹ گاسہ کرٕٹ آبس پیٹھی نٕن

ذرق زانن نشی نہ صبنہ رب ہنش

چھ بینا یتھ صفس منز تتھ اندر اُنّ

یتہِ قلم اُودرُ ہی نہ شمشیر آب دار
زِٹھ یتِنک سپدن نہ زانہہ بجرک شکار
عام یتہِ آسن نہ خاصن ہُند غلام
قوم سُوہی چھُوی زِندہ قومس منز شمار

کران سرمایہ دارِ ی پکھ دھرم، دین
دِھرم چندِ گُلِ دُنان فاقے کرم دین
گُلین پھرِ ٹ، شُوبہِ ژورس مال خورس
یمن تر لیشہِ وُنِ قضا لیکھتِ ڈیکس "چین"

چھُہِ عارف تتھ نشس تے تتھ غُسس بار
پزِوُ دم پُھٹ تتھ بیٹھ یمن ٹُھزی کرار
عقل بُڈ پردہ اسرارن دباوان
چھُہ منتی بیان ترادان دِ ژانی تار

کرِیہ تولَن کیہِ ننج کرتچھم ہیت پؤر

ہیُور بھرِت کھاران بۄن تراوان ژھۄر

یَس بھرِت بکہ آو ۔ رۄپہ زَرِ کھورہ ہیُور

گاونکیَس ووت ۔ اوسُس شانہ تۄر

چھُہ ہیُنژ بہتر مہ لِشہِ سُوہی زندِ نے نوش

ژُونہ پلیٹھ بیتھ یمِس دِیہ مستی بِہ ہوش

تمِس درویشہ سُندہ کھوتہ برارِ بُتھ اَس

یمِس دِسہ منز ہِہت شیطان رۄپوش

یمِس منز ژُوربیش وسواس اُس کیوت

یُسی رنگہ ژرِ بنِت تژہ راس تُس کیوت

یمِس ر اَمِس ار امِس منز دِلگ حس

پننِ پرِتس ہوہی بن باس تُس کیوت

پکان اڈن لورہ ہندہ ڈکھہ ساز سازِ ہی
ڈچھمن کانس ترانِ - اڈش گوم جاڑِ ہی
نِشانو کُن لَبُن پِئے - عقل ڈاکھرُنِ
اُنس ذات ڈیشنچ ییہِ مانہ واڑِ ہی

شراب خانس اَتِرت اَک بانگِ دِژ بانگ
شرابیا ڈونھ دو دستی تہ اونس ڈانگ
اکِ کُن لبے خودی منز آسِہی تھوان پان
ڈوئی ہِنز کیا زِہ لایتھ ییِثر بَرِ ٹانگ!

مشینو کوڑ - زیوَن - چشمن - کنَن ڈکھ
فقیرَن آو اوش - ملکن تہِ کھرُن ژکھ
خبر چھا عقلہِ ہُند سرحد چھو کوت تام
شرع ادہ عشق - لاحد ونھ دوال پکھ

بوکرہ تمھ راژ ہنزہ گٹہ گاش قربان
وُزان ہمہ وِزہ منس پانئے چھوقرآن
امی وِزہ ژھین گژھان شاہی فقیری
سکندر تشنہ خضرس پیالہ چاوان

گرہ وُجی وُوکھ شلی صُبحس مندر ژاو
ہیرزن گھنٹی بجاوُن ہیون تُسندناو
ژہ وُزہ ناوان چھہن کُس گوس آکو
مندر مایا۔ منس اندر صنم تھاو

ارامس منز مکہ کھبت کاو گرہ ہون
حلالکہ دانہ موکھہ بُلبُل اُچھن زون
چھہ ہونین ہنزہ میلال گولہ ہرن
خدائی۔ شرمہ کانین۔ زخمین نون

:

یَمِس تتِھ وٚر بَنٕنِ ژھٕرٕ لیٚجِ تَمی بھرٕ
یَمِس توٚگ دارِ بُرٕن پأز سوی ژٕرٕ
سۄگِس گلٹِس چمک چھَس لأرِ سأرۍ
سۄنَس شوی گارِ یَس کھَہَ وٚٹے نظرأرِ

پکاں أسِ سیٹھہ ہارَن دِت یِوان کار
رشَمن مَنز أسں بُتھہ ببا کھا کرِن خوار
چھِ کاتیا زندگی ہِنٛدِ موڑ مُشکل
بے خطا ہَس دِت ٹکر گالاں غلط کار!

کلَس پیٹھ ووت ووتھ مُلہ مایہ ترامَس
کھوچر آو لبنہ اَدہ ٹامکارہ عامَس
ڈیکَس آو شرمہ ہُند گُمہ اَسنہ لیجِ سُم
پیتو حسرت چھُو اینز ہس دھوم دھامَس

حُسینَن جان دِیُت ژھونڈُن رضا چون
یزیدَن کلمہ پُوٗر زُہ ہیٚئن روا زون
ہُٹِس تَے ژراکہِ دۄشوٗنِ پھرن اقرار
گیی ژھوپہٕ کیازِہ دۄنہ وَنِ ما رضا چون

چھُو معصُوم عاَرفَس نِشہ سُوہی بہادُور
لذت زانان گنہ ہُک پوٗت ہیوان پُور
ژھری نفٕسکہ نا بدُک بِش بِش کریس کانٛہہ
ثُرس چھنہ معصُومی زاٗنِت۔ چھُو مجبُور

دُہل یُس راتہ کرِ یلَس رات کاوُس
کیٚچھس یُس گاوِہ مزہ رازَس پُلاوس
دَنوٗ کنھ نظرِہ پاٗز۔ رُت کنھ خیالس
اَکِس یوسہ عید۔ سوہی دوہِمِس اماوس

زمانا! دوستس زانان دُشمَن

دَپان اَرزَن چھ پَرزن یار راوَن
کٔڈِت بَن باس رامَس سیٖتِ سیٖتی
الگ سیٖتا چھ اُوپری راج چھاوَن!

عارِفو یَس ہیٖٹھ زِیٛہ نُندہ بون پان
چھُو ہی گَلِس مَنٛز نہٲنٛت بچراو پان
پھیرِ گرمی نیٖرِ لاگِت اژدہا
ڈیشہ سروٕ ہی سرف خاکَس مَنٛز وسان!

ژو پاسے ہیٛلہ یِتہ نَس واو کھوٗ یاد
چھُو شیطان آوٕلُن نتہِ مَرِتہ برباد
ہیٛتھ ڈٕٹھ یم شَٹرٕ سونٛبرٲوِ اَندِ اَندِ
پنُن بُنیاد کھنہ نَس لوگ تمِ کاد!

بنگھ ییٚنہٕ آئینہٕ خالی یا سمندر
رنٛگھ تصویرٕ لگہٕ ہنٛد۔ مخنتہٕ اندر
سُہ دِل بن یتھ اندر ییٚنہٕ داں راوان
سُہ دِل یتھ پیٚتھ فِدا عارِف قلندر

یکاں یتھ بانٛزرِش تُھسند کھوڈی مال
اکِس سیٹ یس لگان ملہٕ ون دویم بال
سِندِس ایماندارس گو منٛدٕن آب
پراون گیہٕ نژدکس یسیٚنس کھسان وال!

سادہ پینہٕ اکہٕ گاڈہٕ کھاران پختہ کارہٕ
کانٛٹہٕ پھسِہ وِت ڈیٖج ہناتراوان نار
لائے ژہٕ تہٕ بلائے عشقیٚچ عارِفو
حُسنہٕ دریاوَس اندر وَسُس کرِشکار

کِنٛہہ وَنان ژٕلہِ غم عَلَم تُلِتھ یِلہِ منزوٕر
کِنٛہہ وَنان تٕشکیٖن بَنہِ یِلہِ ییِہِ سٕرُوٕر
آدمَس شُکُمکٕس، دِ نٕس پییِہ مُٹ چھم
اڑٕہ لیٖوٕک یوٕت تانٛ نہ دوشہٕ وُنِ واتہِ پوٗرا

پان شمعٕن زٕول پَہٕ نیٚیُرٕ زٕول بوز
نارہ دزہ نُہی اوت ماگوٕ عشقہ سوز
زُیٖن تہِ دوٕد یچارہ ہیٚوٕت نس ناو کرِ
للہ وُن یَیش نارہ توٗت شوٗہی زانہِ سوز

کلیٖمَس رٕچھنہ موکھ فرعَون تھوٕوُت
بقدرت سٲری کھوٗنہِ للہ نُوٕدُت
زہر شُکرس وَلِت دِیُن چھُن دستوٗر
رٕچھُت شیطان منٛزِ مس یور تھوٕوُت!

گوٗرٕو گیتا کٔتھی۔ قرآن پیرٕو
ژُلو کَس پینٛسہ اُن نٔٹ نٔٹ فقیرٕو
غریبی گیہِ ژٕہت اَنبہ آنچہ ہِنز ماش
نیتھس پیاں پیاں کراں تَنٛ دارِ زٔتیرو

عجب سوٗداگری اِنسان مارِنچ
چھِ چالاکن اَقلس مَنٛز کُنٛز خیالِنچ
شہنشاہی نیٖتھ گے۔ رُوز پتھ ژٔم
عوامک راج ژھٔنہٕ مُسِ لوکہ دالِنچ!

یِلہِ بُنیاد وُڑہٕ پرٲنِس نظامَس
نوٚس تعمیرِ سٕئ لگہِ کٔنہ غلامَس
یژھاں ییٚم رہنما پرٲنِس مرٔنۍ دٕرج
پتہٕ تَم واتہ ناوان دھوکہ عامَس

نرم توٗئت تانٛ غریبَن ہندِ تُلَنٛ واٲلِ
عزت یوٗت تانٛ کَم آسان یَڑ خاٲلِ
کَبان طاقت زَلان ہیرِ میٔن بَلَن سیٚت
غریبَن نوٗ بلایا یِم گژھان ناٲلِ

یہِ گوٚ ہندِ سُند ہو گو افغانہ سُند دوہ
چھُو بوٚیِن رحمانہ سُند بھگوانہ سُند دوہ
مُبارک عام یلہِ ونہِ سون دوہ آو
وُچھِن عآرف یژھان انسانہ سُند دوہ

غریبَن خوف بوٗچھہِ نقصان جانٛک
دیاں چھس دورِ وُنہِ چھُوی امتحانٛک
پٔنِ کِن امتحانوٗ دراے لیڈر
زمین زیٚنک تہٕ غم چھُوک آسمانٛک

سیاسی بازگر وایاں ڈابر
چھ پھسراوان سدین سادن اناں گر
نظر بندی کرِتھ کاوسن وَنان پاز
ہیواں ییٚژ کالِ حسن آسان گمژ کھر

بجا وۄن راتہ مغلن چھوم مہ بوڈشان
مہ بیٚنِژ چھونہ آفتابک بارِ احسان
یمِس بنہٕ راژ دوہ۔ گٹہٕ گاش پنہ نوی
تمِس دچھہ وُن سیٹھاہ آفتاب لوسان

غریبن میول کیا تمہٕ انقلابک
اکن دۄن درجہ یمِ دیوت آفتابک
برابر آرکن ہمٕتہ پاٹھِ یکسان[3]
لِلی پھولہ قوم۔ ژلہٕ زر بے حسابک

یَمِس باہ وُنِ ریٖتَن رمضان گھرِ اوس
ہیٚرِت پیومت۔ تِمَن باقی صرف پوس
مُسلمانَن خبر ہیٚیزِ ہے پھُسا وَتے
بِچارِس سٔرِ پیٚیٹھی سیلاب ما گوس!

ژُہ وُنَس پیٹھ رات ڈٔیٹھم ژور یار
اک اَکِس باوان سِر ہاوان کار
جَلوَتَس منز خلوتا حاصِل ژوپارِ
سِرنہی آسان زانن وألِ ژھار

یار باشَن پیٚنسہ دِنٛژ ہیٚیت ٹاس ژِ
ژھس کرِت دُدِ ٹاس اُمٔندِ پیٚنسہ گِژ
حسرتکِہ بازارہ کرِ ہالِ کار یِم
ٹاسہ گرِ اُدس وُنٛژھ دبأوِت گونژھ تِلِ

بنیو واہ گھاسہ کھیٚت ریُوٚش گنٛڈ تہ گرٛ گاو
شُبیا پکھہ ہانٛزِ شاہینس وٚنُن کاو
اثر کٔلمن کوٚرا شُمرِس یزیدس
حُسینیٚ زِندہ یٚم کُڈ خوٗنہ منٛز ناو

سیٹھاہ کامٕک بٔنِتھ عاشق چھُو انسان
خدا کوٚر بوالہوٚس بندٕو پریشان
وُچھِم کرٕیشان ژھُنا دِلبرٕ صِفت کانٛہہ
اَوے معشوٗق بنہٕ نٔس منٛز مزا جان

اوٚس دعوےٰ عارفس نٔشہ روٚس بوچھس
پزٕ چھہ کتھ بٔزِ پاٹھٕ زانان یان کٔس
رات گوٚ شرمندہ زٕونُن شوٗقہ منٛز
نٔشہ آخر مرد سوٗہ بے نٔشہ یُس

شُہُل سرمایہ دارا َچھک ژہ بُونی
بہارَس سبُز آسان ہَزدہ خُونی
نیندٕر پاوِت غریبَس فاقہ پھکرِ ش
دزِ ک کمِہ نارہ ٲخر اندرونی

گوٗل گُلِس کُن رُوٹ وُٹِس پیو پُختہ ڈُون
خام کارس گو رگن منز سرد خُون
عاَرفو گوٗل تراوہ سوٗہ یِمِ موت زیوُن
دُیِس سُو پیوَ یِمِ گوچھ سیٖتی نقود ہُون

وارِہ پھوِل گُل بُلبُلس دوِتھ نار کیا
پانہ دُود منصور کھوت بردار کیا
حُسن جگرمک نار ۔ معرانجک سرُور
اصل حُسنک کیا سنا ۔ اظہار کیا!

چھُپہٕ ہیٚسَس شہواتَن ہُند لذَت پُور
کراں شُوِی رنگُ وبو یَس لُولِہ منز گوٗر
عشق تیزاب گالاں شہٕہوَتک رنگ
صفاتک پردہ زالِتھ ذاتِ منصور

سیٹھاہ وُچھ شیخہ رٕوِیہ شیطان مزوٗرَن
سُہ کوٗر مایوٗس "تکبیرِن" "ضرورن"
پھکیٖچ رَز لایہِ تقدیرس. کرِیس گنڈ
کمَرَ گیہ ندٔمتُ چھُو پکھَس پیٹھ مزوٗرن

منسٹر ہوٗن صوفَن کُنہ سِیَن کھوٗت
کراں چھس بوسہٕ اُرِٹ اُرِ چھس کراں موٗت
مزوٗرَس سوی پھکس پیٹھ رَز. ڈیکس گیٚن
شِکمَ لارِت. دِلَس رَز چھُس. جِگرِ توٗت

کتھا ہیچھ نوونس اکِ شُرِ بوٗ آدِی
لوگُن دَب پیوَ تہ ووتھ بیہ ہیون ہادی
یمِس ڈٲنجہِ دِلۍ گیوٚندُن یِم زدن دَب کھیون
بناوان سوٗہی غمس پیٹھ پأٹھِ شأدِی

وُچھُم اکِہ ووٹھ موٗکھ شیرن بنان شال
یوان یِم لُبنہ ہیٚس آسان موٗئے وال
پیٚٹھ لوٚکن آپٹھ لوکٕ کراں ماحول قائِم
وینداں شِشتر کلائے. آسان زلہِ زال

پنٕنِ کِن ہیٚرہ ہیوٚرِ کھوٗت شیٖر کوٚنا
مَنز مَن دأنتِ وَنتِ پیوٚ راہ تِمس کیاہ؟
چھ کأتیاہ نظرِ ہیٚندِ دھوکِ ستم شرٕ
تِمَن دِیدَن مُبارک یمہ چھہ بینا

بھارتی سرمایہ دارن ووتھ نِقاب
کرنہٕ لگِ "مِس انڈیا" تُم اِنتخاب
حُسنِ یوسُف ستر اچہ تلی کنہ نہ آو
وَن زلیخایٮ۟ن چھُو نازس دِیوٗن حساب!

اَمنکہٕ غمہ بمہٕ کراں عالم تیار
کنگ زاٲلِت پھوٚکِت دِوان ژھوٚوہ ران نار
دوٗن درین بَلہٕ آسہ لُکھرش ڈھوٗرہ ڈھوٗر
اَک فنا گژھہِ سوٗہی چھُو اَمنک اِشتہار

جلوہ خامَس پردہ پٮ۪تِ ہاوُن پیٚزِ یا
عامسٕی نشہ بُتھ کھٹِت نہاوُن پیٚزِ یا
رائے عامس دُور خودرائی کرِتھ
بندہ نبی اَکھ خندہ کرہ ناوُن پیٚزِ یا